نہایت شریف انسان تہٕ سینہٕ پوٚش دوست جناب سلیم سالک صاحبس لولہٕ سان تحفہٕ ڈالی

نثار عظم

# پتہٕ لٔج زوٗن درس

نثار عظمؔ

کتابہِ ہُنٛد ناو............ پتہٕ لُج زوٗن درس

شاعر ............ نثار اعظم

چھپن وٕری............ ۲۰۰۹ء

سرِ ورق ............ پراگاش اکیڈمی آف کمپیوٹر ایجوکیشن، رفیع آباد، بارہمولہ

کمپیوٹر کمپوزنگ............ تاحان کمپیوٹرس اینڈ وِژول آرکایئوز، بارہمولہ

تیداد............ ۵۰۰

مول............ ترٛےٚ ہتھ روپیہ (-/۳۰۰)

چھاپ خانہٕ ............ تاج پرنٹنگ سروس، ۱۳۹۷، پہاڑی املی، جامع مسجد، دہلی-۶

فون: 23279858

ناشر

فرحان پبلکیشنز ڈنگی وچہ رفیع آباد کشمیر

پن کوڑ نمبر ۱۹۳۳۰۳

(موبایل نمبر ۹۴۱۹۵۱۲۶۳۳۳)

# انتساب

زوٗنی چانہِ ناوِ..........چاٲنی دآئ دی زانہٕ بے



دوہ ہلہِ ۇچھ تٲمی تھزر شبَس پٲستی

ۇچھ نہٕ کأنسے یہِ جانہٕ وارَن ۇچھ



دِلُک صحیفہٕ دِمَے وَرقہٕ وَرقہٕ پٲرِ زِ ، مگر

مےٚ سۆمبرُ مُت چھُ لگَے آیہِ آیہِ رأچھ کرُس



ابلق چھِ میانٛ خاب تہٕ یوٚتے پتاہ مے چھُم

"نے ہاتھ باگ پر ہے نہ پا ہے رِکاب میں"

# فہرست

# پیش کلام

ازی کس شاعرس، کٔتھ شاعرن ہنز کتھ چھےٚ ورگہٕ، چھ زن قلمس
تژھ بلیوچِپ (Blue Chip) لاٗگتھ آسان یتھ منز ستن سٔدرن
ہنٛدی ملر گتہٕ ماران چھ تہ احساس ہنٛدس اتھ آوٕلنس منز شاعرس تہٕ رکنہٕ
والان چھِ۔ لفظن ہنٛد بن شیشن ہُند آکار ہکہٕ بیون بیون اٗستھ مگر یمن
منٛز چھِ محسوساتن ہُند کُنے آلوگر یز ٹلان۔ امہٕ بتہٕ لیجہٕ ہنٛدی کیٛنہ پھٔلی چھِ
سائنس نوٕینہٕ پٔے ہنٛدس سخن گوشارعظم سنٛدس یتھ مجموعس منز تہٕ موجودتہٕ
امہٕ خوٗ اُنچ سارے کیفیت ژینہٕ ناوان۔

آرام لیس نہٕ آو تہٕ ژٕج چانہٕ شہرٕ دور
تس پریہٕ کاینات پٕنُن کوہِ قاف اوس

یوسہٕ کتھ میٛہ سبٛطھاہ پزٕیہٕ ونی باسے یہٕ سو چھ زِ کاٗشر زبان کتھٕ
ہٕکی چھ امہٕ نوِ آکاش وٕاٗنی ہنز ہم قدم، سوٕتر دھار ہیکان بنٕتھ۔ زن تہ امہٕ
کس لفظہٕ ووترس بجلی پاورٕ چ یہٕ اکایل تہ خاموش لہرٕ ازلہٕ پٹھے ڈٔب
اٗس۔ شارعظم چھُ انسانی جذبن ہنز کتھ غیر رٕوایتی اندازس منز ٹلان۔ نہٕ
تتھ منز ژکھٕنہٕ ژبڈ تےٚ نہٕ ژوکیرٕ۔ زن تہٕ کانٛہہ آسمانی جانوار اہ وٕ چھان

وُچھان زمینہٕ ہنٛدی وٕہ وُچھان۔ کُنہٕ شایہِ ہرگاہے زیر بُجس، کلی لنجہِ آویزان
گرٛ ھان تہٕ باشُن ہیوان۔ کتھہِ کتھہِ منٛز اکھ حبسہٕ ہُشار بے مطلبی مگر نظرِ
ہنٛز سنہٕ وٕنی دِگ۔

پدِ پدِ امس وُزاں چھ ٹرٕنی ناگ وتن منٛز
وتہٕ گتھ یہِ بختہٕ بوڈ چھُ چھرا وقتہِ دعا ہیٚو



لتس وُچھ اَچھن اندرمے سکھے یاٗژ رات دۄہ
وُٹھ اَسی لیس گُلاب تہٕ روخسار آفتاب



رُکاں مے نِش چھُ پھر کھنڈ ہُہ آسماں شامن



سۄن جہان چُھ نقشہِ بناون والیو تہٕ معدنیات ژھارن والیو اکھ
پٹواری شجرہ تہٕ کمرشل نیلام گھر بناٖوتھ پوسٹرن کھورمُت۔ انٹرنیٹ کیٚن
سرابن تہ اعداد وشمارن ہنٛزن پنہٕ داون مُڈتھ۔ مگر شاعر چھ بقول مرزا
غالب زن تہِ خابس منٛز بیا کھ خواب وُچھان تہٕ خوابن منٛز چھُ ژکہِ تلہٕ
ژینمتی احساس تہٕ اَچھر والن ہنٛدبن انزالیٚن سجاٗوتھ نظارہ بُکھ
دِوان۔ پیٹھہٕ کُس طلسماتھ آسہِ وۄنی سانہِ آمہٕ تاولجہِ مژ کشیرِ ہُند ہیٚو۔
قودرتن اتھ مہرِ نہِ ہٕندبن زُلفن ہٕندی جنگل سجاٗومتی تہ انسانن گُلبن زن

مأنزٕ آراستہٕ کٔرمٕژ۔ مگر شار عظیم چھُنہٕ استعارن ہنٛزٕ آنہٕ کھنجہٕ یا تعریفن ہنٛزٕ ہنٛزٕ شبدٕ بنٛدٕ رِلائیگنٛج ضرورت محسوس کران۔ صرف کینٛژن خیالن کُن اشارٕ تہٕ اِمچ مانٛتھر زندٕ گرژھان۔

گُل ریز پرن وأنی تہٕ شہتوس کتن وأنی
کینٛژہ خواب زنتہٕ لۄنچہ گنڈِتھ تھاوِ شہر میۄن



وتھ ژٕ ژھانڈکھ تہٕ ژھار خوابن ہنٛزٕ
نتہٕ ژے ژاپی سڑک سرابن ہنٛزٕ



زن زمینن نأنی ژُھن تۄسُک پھیرن
زن تہٕ کأنی شال وۄل ساری نبن



چھُ کُنہِ جنگ نامہٕ بوزان رأتی راتَس
تہٕ کُنہِ کُنہِ توسہٕ ابساواں کرٛہُن شب



ترٛیمہِ شارُک عالم چھُ دُن الگ الگ ایحساس دۄنی دِوان۔

دشونے مصرعن منز چھِ زٕ امیجہٕ ( images ) ۔ پیکر تراشی چھےٚ کاشرِ ووٚ ورِی واہٕنچ تہ سو تہٕ ییتھ انگریزی پأٹھی (Regal) ونو۔ مگر دویمس شارس منز چھُ پیکرس منز اکھ تمنّا تہٕ بُتھ ہاوان۔ یُس کأنسہِ نازِلہ ہندِ سینہٕ بنٛد چھہِ تنہٕ زن مُژراوان چھِ۔ یعنی کشرِ ہندِ تمدّنی تہٕ حرفتی فاتح عالم بنہٕ ٹک آرزو۔ خبر کُس کیاوٕنتن کشیرِ ہُنٛد موجوٗدٕ صورتِ حال چھا کہِ حقیقژ ہنٛز نوبت وایان۔ یہِ رنٛدٕ پوشہِ مال ییلہِ پزٕی پأٹھی گنٛدنہِ ییرِ' سأرسے کرِژس۔ یُس بے نظیر گنٛگہٕ وُنکین کُشیرِ منز گنٛد نہ یوان چھُ۔ تمہِ کِس انجامس پیٹھ آسہِ زینن ہار کشیر۔ سأنی کشیر' للتا دتیہٕ سنٛز کُشیر' علمدارِ کشمیرٕ سنٛز کُشیر۔ شاید چھُ یو ہے کوڈُر شارٕ ئندِس کلامس شگفتگی تہٕ رنگ بستگی ہُنٛد یہ گریز دُن مگر بے شوٗنک شفق پھولراوان۔ خأرجی طور باسی تن یہ بو بسیوٚک کتر۔ مگر ییلہِ سخن فہمی ہنٛز گنٛدھک تُج لگبس' اِدہ چھِ آتشبازِ ہنٛدی پأٹھی آسمانس پھُلے نیران۔

تُلمل گرٕژھو تہٕ سأدٕ سُنٛد اَستان گرٕژھو اُسی

درگاہ وسو بایہِ، گرٕژھو ژرار اگر یکھ



تمس سُرخی بُتھس پیٹھ سنگرن ہنٛز

سو زُلفن منٛز کھٕٹتھ تھاواں گرٕہن شب



ئہ یُس پھُلے ژے دلس زعفرآنی خوشبو ہُیو
تمس چھُ واو ژھنڈاں گنڈ کلایہِ رآچھ کرُس



ژآنگی ریہہٕ کس سنا شبس پراراں
موج تھلہِ تھلہِ وُچھاں چھے بانن' وُچھ



بُتھہِ چھُکھ تعبیرُک صحراو
اڈٕ پھلی خابن رٕچھتن دے



نثارعظم چھُنہٕ رِوایتی شاعری ہُند انہار تھاوان۔ مگر ہرنہٕ سرنہٕ وِز چھُنہٕ وُول تہٕ ولیونگ تہِ باسان۔ تُہُند شار ہیکہِ گاشِ کٔرتہِ پرتھ تہٕ ژیتس تھاوتھ۔ تسند شار ہیکہِ یونورسٹی ہُند پورمُت لیکھمت جوان تہِ پرٕتھ تہ خوش گرتھ۔ یہِ چھُ رحمان رآہی سُند ارگہٕ اشُد مورتھی عام پسند بناونُک سٔز۔ یہِ زن مائنی تو میرتقی میرس ابنِ انشا کراں، رٔ د۔ یہِ چھُ کاشرِ شارچہِ خوشحالی ہُند ثبوت زِ رسول میر' راہی تہ شہناز رشید پتھِ نثار عظمس زن تہِ آرو بارو گرتھ اتھہٕ واس کران۔ ظاہرا آسہ آرو بارو موکلتھ شہنازتس آلون بیہِ لل کھولہٕ کرانن تہ اوے چھ تمی سُند مفہوم نے تہٕ غآں غآں یمن شارن منز زیادے وُزاں باسان۔

دعا کوٗرن نہٕ ، تہٕ دوٚپنم ژٕ گژھ روٗبس مٹہِ چھُکھ

مگر مےٚ وُچھ زِ تمس آسہٕ چشمہٕ تر صبحاٗے
شبس دواں چھُ فقط بےٚ کسی تہٕ تنہاٗیی
کراں حوالہٕ ہجومن مےٚ چھم شہر صبحاٗے



ماجہِ ہندی آلو بُنتھ
چھم پیتے لاراں سڑک
راٗتی راتس گُنی تہٕ زٕنی
آسہِ کیٚاہ سونچان سڑک



راٗہی تہٕ رُسل میر تہٕ شہناز پرن واٗلی
یمہِ یور عٔظم صاٗبہٕ پرن چاٗنی مُدری شار



خبر مُدر رہیکو اعظم صاٗبنن شارن وٕنتھ، تم نابد فروش مثلاً احمد بٹوٗاری، صمد میر، مہجور بیتر چھِ کرتام پٹنن ہارٕ لوٗکنن عام خاص کرتھ آسوٕد سپد متی۔ عظمنہِ شعرچ گنڈ باسی تن قندٕ کوٗفوٗ رچے، مگر ییلہِ یہ حواسن ہندس تندورس منز ویگلتھ رُمن رُمن تیلان۔ زن چھ یہ سرپھہٕ زہرُک تیزٕ

بأ گراوان تہٕ پرن وألسس اکوٗہمہِ صدی ہندس بازارِ عکاظس منٛز دوٕر ناوان۔ آخرس پیٛٹھ ہیکہٕ نہٕ بہٕ تمہِ نظمہٕ ہُند ذکر کرنہٕ ورائے قلمُک دُسہٕ ہومراوتھے یوس عظمٔن ماجہِ متعلق پیٛچھمٕژ چھے۔ مے چھُ باسان زِ سانہِ ماجہِ متعلق۔ ہوٚ اپیٛٹھ لل ماجہٕ تام چھنہٕ کأشرِ پأٹھی یژھ کانٛہہ نظم لیکھنے آمٕژ۔ ماجہِ نیارُک یہِ میوٗٹھ سوغات گژھ یمہِ کتابہِ ہُند تیوتھ دود پیالہٕ زأنتھ أندرمبن رگن شہلاونہٕ خأطرِ کاشہٕ کاشہٕ چیوٚن یمن رگن عظمٔنٕ زمانہٕ آگاہی ویسے ترٛٹُلان روزِ۔ یوت اندرواتہِ تیٛژٕ ٹوٚپہ روزِ دوان تہٕ دِگان۔

صحراوس منٛز ناگہٕ پوہٕھر
گریٚشمس اندر واوٕ رِنگاہ
زنہٕ تہِ اراچٕ پِل چھِ کھوٗاں نوسوٗرٕ چ دگ
زوٗن اناں چھبس سونہٕ تھالبن کیتھ مخمٔلی خاب
یلہِ لتِ شخصس کلہٕ پیٛٹھی اتھہٕ پھِرناوان موج



موج چشمن تلے مےٗ باساں چھم
از تہِ یوٗد کانٛہہ کراں چھُ دانٛج کتھ

موج چھے فطرت دبدِ ہُند شمایل اختیار کُرتھ سائنس تاون زدِ دورس پلِ صراطس تارنچ شکتی تھاوان۔ خدایہ سنٛز دڑ ے۔

محمد یوسف ٹینگ

وزارت روڈ۔ جموں

# وچھہٕ بلُک نوٗ وباوٕ زبل

کمےٚ کال گو ' یمےٚ کرٕ تام وری زِ کمراز پرگنہٕ کہِ حمل علاقہٕ' یتھ پتہٕ دورِ پیٹھہٕ کِس کستاں صاٗبس خوش کرنہٕ خاطر ہنگہٕ منگہٕ سرکاری ناور رفیع آباد تھاونہٕ آو 'منز ؤزھ اکھ لاٗو آواز۔ ڈنگی ؤزھی سریہٕ ہُنٛد یہ آلوٗیُس تھنہٕ پیٚونے جُس دار باسیاوتہٕ ووت زِنتہٕ کرٕن تام زِہین منز کشیرِ ہنٛدین طرفاتنے یوت نہ۔ پیٚر پانژالہٕ اپورجۆم تہٕ' تہٕ چناب ویلی ہندِس گربزٕو نس علاقس منزٕ تہِ۔ ازی کِس اصطلاحس منز زنتہٕ انٹرنیٹُک اکھ کلِک تہٕ بس۔ ثار عظم ژاو پننہِ علاقہ چھِ بڈٕو دار ادبی تنظیمہِ۔ رفیع آباد ادبی مرکزس منزٕ' کھسہٕ ونہِ پانےٚ' تہٕ ہیرٕن امہِ انجمنہٕ باپتھ یتھہٕ کِنی کاٗم کرنی' زنتہٕ کُستاں وأنسٹھ باُنی کار۔ یہِ ایوان لبتھ لٔہی اُمی شخرٕن یہ دلےٚ زِتہِ تخلیقی سٔو درس تارٕ ترنکی ہم کھوٚر۔

ثار عظم چھُ شاعر۔ مگر سُہ شاعر نہ یم اسہِ دوہ دُشہِ سمکھان چھِ۔ یہِ چھُنہٕ کُنہِ تہِ صوٗرتہٕ تہٕ ہیوٗ مُک حصہٕ ...... پزر گو یہِ زِ پیٚر بارِ منزٕ تہِ بیٚون۔ واریاہس حدس تام بیٚون۔ کاشرِ شارٕ ماٗدانُک سُہ تازٕ دم گونماتھ' یُس نہ صرف پننہِ کھیرِ ہندٕین باجن کتہٕ کور برٕ وٚنہہ درامُت چھُ' بلکہِ اگر

کتھن تہٕ ورتاوس سرٕ کھرٕ کرن واجنہٕ نظرٕ' پزنہٕ پاٹھی ''پتہٕ لٕج زوٗن درس''
ناوی یتھ مجموعس ژلاں ژلانی تہٕ نظر دِن' بہٕ ونہٕ دعواہ سان زِ کامِل' راہی تہٕ
تو پتہٕ چیوٗ کرٕ وتام شوٗب دار آواز وورٕ ے ماباسہٕ باقےٕ انبارٕ یہے ژھایہٕ
ہلس ہیوٗ بیہان۔ ثار عظمنی ناوِ تہٕ آو باگہٕ سے سمندر' یتھ ملرٕ ملرٕانہٕ گٹکی اتھاہ
زوٗی ڈیرٕ تژ اوِتھ چھِ۔ وٕں گوچاٗنی میاٗنی پاٹھی ژھوپہٕ کرنہٕ یا نالہٕ دِنہٕ بجایہ
چھُ سُہ پننہٕ نس باوٕ ژبلس باوقار زیوٗ دِواں۔ باہُنر تہٕ باغاٗرتھ آلو۔

اسہٕ ژھاٗر نہٕ زرخیز زمین' ژھور نہٕ اسہٕ آب
وٕچھی یتہٕ تہٕ سیکلی شاٹھ' وٕوِکھ خاب تہٕ شہجار

ثار عظم چھُنہٕ محض خابے یوٗت وُچھان' سُہ چھُ یمی شہرُک
بسی کین' سُہ انسان لیس سونےٕ ہیوٗ دلِ جگر چھُ' تہٕ تم ساٗری فطری کمزوری یہٕ'
وہم تہٕ وسہٕ واس تہٕ، یم انسانس فطرتن آوٕ راٗوِتھ چھِ۔

تمام راٗژ نٹاں اٗسی چھِ گاش پھولنس تام
دلن وہم چھُ یہے مارِ گُس خبر صحبائے

شبس دِواں چھُ فقط بے کسی تہٕ تنہائی
کراں حوالہٕ ہجومس ‘مےٚ چھُم شہر صبحائے

تخلیقی ادبکہِ حوالہٕ چھُ عظم وارِیہس حدس تام سارِنے ریوٲیتی تہٕ تازٕ پرٛاوَن جان پأٹھی وأقف۔ سُہ چھُ ''عالمی گام'' ہشو اِصطلاحوسان سأری چلینج تہٕ پزٕر سمجھان۔ امہِ حوالہٕ چھُ میوٚن یہِ دعواہ زِ نثار عظم چھُنہٕ محض نبرٕ مہِ دُنی یُہک بے رُمل أنہٕ تلاش کٕرِتھ ہیکان بلکہِ یمہِ وقتُک اصل عالمی دود۔ یعنے أندرُیم سیکستان تہٕ وأراگ‘ نہ صرف محسوس کران‘ بلکہ کہِ اتھ انسان سُنٛد‘ یا یمہِ کُلھُم انسأنی سماجُک سارٕ وے کھوتہٕ بوڑُوکانہٕ ونان۔ یتھی حوالہٕ چھِ یتھ شارٕ سوٚمبرٕنی منٛز کرٛ کہِ دِتھ ونان زِ یہِ اندری ژٕوٚرآو بہرحال نبرٕ پٹھے‘ اسی اوٚن تہٕ کرِ پنٕنہِ وچھہٕ چہِ ناگہٕ جو یہِ أمی ہند ہے سیکھ سیمنٹ آٹرن وألس بیلچس حوالہٕ۔امہِ حوالہٕ فقط یہِ لوکُٹ موکُٹ شار دلیلہِ رنگی کأفی تہٕ بروقت تہٕ۔

نبرِم سأری گے پسپا
انسانس پھوٚر أندرِم ٹھگ

نثار چھُ جان پأٹھی زاناں زِ ریوایتی سوٚنچن ترٛاے یا مُستمل

موضوع شعر بند کرنک وقت چھُ کتہِ کور موکلیومُت ۔ سُہ چھُ پانہٕ ازی کہِ ٹیکنالوجی دورُک زِندٕ ثبوٗت' اکثر لیپ ٹاپ نأل تژ آوتھ پکا ن آسان ۔ تِھنزِ گاڈِ اندر اگر شُر بن بأژن کیٛوت میوٚ مٹھأیہ نیرِ نہٕ ۔ مگر عالمی ترسیلک یہِ لوٚکُٹ أنہٕ پوٚٹ آسہِ اتھ منٛز ضرور موجود ۔ سُتہ google face book / earth تہٕ انٹرنیٹس ستی وابستہٕ سأری ما بأقی upload ہیتھ ۔ تس چھُ پتاہ زِ ازچ کشیر یا کأشر ادب ہیکہِ نہ کُنہِ تہِ صورتہٕ' عالمی نہجو' مسلوتہٕ سوچن ترایو ہنٛدِ حوالہٕ وُنہِ تہِ پوٚت گٹھس منٛز یتھ ۔ تس چھُ تجرُبن پے زِ أزِچ کشیر کیاہ چھےٚ' یتہِ کہٕ نبکی زوٗن افتاب کتھ حدس تانی چھ پژ بزلان' یا سانہِ اسمانہٕ کتی تارکھ ہٕرِ ۔ امہ صورت حالہٕ چھُ تُسند دعاتہ وچھ کوران ۔ یتھ منٛز نمناک منظرکشی چھےٚ تہٕ ستی گداگر سُند ہلم دارُن تہِ وکھرِ ۔

یتیُک پژ بتھ أنہٕ اوٗن' ژانگبن نٹاں ریہہ
ژِ یتھ انہِ ٕگڈ زُوِس افتاب سوزُم

یتھے کنہٕ أزُیک بیا کھ أبتھ ناک چیلنج یتہِ یُد وے عالمگیر چھُ' مگر سانہِ لوکچہِ موکچہِ وارِ سیمنٹس' سیکہِ تہٕ باجرِ تل دفن کرنکہِ اعتبارِ بوڈ بارٕ مسلہٕ ۔ نیوٚک روشن دان تے مُژراووٗ أنج چھےٚ ژھینان ۔ اِدِ اسہِ کیاہ' تہٕ سانبن

سیأسی انتظامی تہٕ فکری اقتدروالین حضراتن کیاہ؟ أزی کس اصطلاحس منز چھِ اتھ Urbanisation ونان۔ شہر گرِس کھستھ گام لاران۔ راہتکی داں ڈل، ویر وار، بادام تہٕ ژوٗنٹھی باغ بُنگلن، لرِبن، وانن تہٕ کمرشل ادارن منز تبدیل گژھان۔ پھِریوٗ ورُق تہٕ وِچھو زِ شار عظمس کتھہٕ کنی چھِ یم سورِ وٕنی سبزارتہٕ Land scape وَچھ ژٹان۔ تَس چھُ راوَن تیوٗل مَژ رٹلاں......امہِ کھوتہٕ تہِ تمن أچھن تہٕ کنن پٹھ حأرتھ گژھان، یمن ......یمَن یہ لرِ پارَے نظرِ گژھان، نہٕ امیک کربکہٕ ناد ے نٔیند رِ ٹلان۔ تَس چھُ پنُن پان کُن تہٕ کیوٗل باساں۔ توپتہٕ سراپا احتجاج بنان۔

| کانسہِ | أکس | چھُنہٕ | گوشن | ہوش |
|---|---|---|---|---|
| گدُرُن | ئلی | أسی | باوو | کیاہ؟ |

أتھی ستی بیا کھ دود۔ یُس اسہِ گامکین پھوٗر۔ فکری چھُنہٕ تران اتھ ونہٕ واعقلہٕ ناش، کِنہٕ گلیمر یا ونوسا احساسِ کمتری نتا Easy Money؟ اکثر دوٗر گامکی سرینَ منز، تہٕ سرینَ ہندی شہر بسنہِ یوان۔ پٔنی وراثتھ تڑ اوتھ تہٕ جدن یا بِن ماجن ہنز قبرِ گامے تڑ اوِتھ، تہٕ پتہٕ عیز دوہ فاتح پرنہِ (face saving موکھہٕ) رژِھہِ کھنجہِ پٔنہِ گاڑِ

منز پُنن گام وسن ۔ خدا ہو زِن زِ شار عظمس مہٕ سپدِن یہِ واقعہٕ ۔ متہٕ کڈتنس ورہ مُل یا شہرِ چہِ pollution زدٕ سڑکہٕ کل ۔ تہِ کیا زِ سہ چُھ پننہِ حِس آگہی کِنی یہِ دگ محسوس کران، تہٕ گام تر اوِ متین ہُندسہ آلو بنان، یُس تِہندِ لُکن شاید کُنہِ کُنہِ أندری شر اکہٕ والان آسہِ ۔ وچھی تو یم زِ شار ۔ چھا کانہہ ماحول رژھراون واجنۍ سرکأری یا غأر سرکأری انجُمن، یُس یم زِ شار تُلہِ، تہٕ گامہٕ پیٹھہٕ شہر گژھن واجنین سڑکن پیٹھ بڈین سائن بورڈن لیکھتھ تھاوِ ۔ اختلاف کرن والین دوستن ونو زِ یہِ چھنہٕ محض سڑکہِ ہنز کتھ ۔ نہٕ یہِ زِ أسی کیاہ چھِ سڑکہٕ بناونس یا ترقی خلاف ۔

غزلکی یم دوشوے شار چھِ Multi-dimensional ۔ معنوی اعتبارستہٕ رنگی، فکرِ ہندی حوالہٕ اگر نے تازٕ دم ۔ مگر تازٕ ورتاوٕ چ بڈ مثال ۔ کم از کم چھنہٕ مے ییتہِ لوکٹہِ وزنک (فاعلاتُن فاعِلن) یا امہِ قبیلک کانہہ شار ازُ یک تام وُچھمُت ۔

| ماجہِ | ہندی | آلو | بِنتھ |
|---|---|---|---|
| چھم | پتے | لاراں | سڑک |
| گامہٕ | پیٹھہٕ | واتتھ | شہر |
| آسہِ | | پشتاواں | سڑک |

گلوبلایزیشن (Globlisation) ٗ انفارمیشن ٹیکنالوجی

ٗ سیل نۄن ٗ گاڑ بیترِ ہِشہِ سہولیژ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ کولہٕ رادوٗ آروٗ تہٕ ویرِ

وارودوٗ رشہر ژٕلتھ بسَن والین گوٗ ژھ متہٕ گرٗشمہٕ یہِ شار بوزٕ ناوٕنہٕ یُن ......

لبُن تہٕ راوُن باسکھ دید ماں۔

بولاں چھِ یتِکی آرٕ تہٕ محفوظ شُہُل سۄن
یمہِ گامہٕ ازُیک تام زِندے بۄنی قداوار

یمے چیز ٗ یُہے بےٗ دۄن ورتاو تہٕ تازٕ ترٕہن موضوع تہٕ فکری

ٗ جنۄن ٗ چھُ نثار عظمس پننہٕ نہِ کھیرِ ہندٕہن سارنے شاعرن منٛز مُمتاز

بناوان۔ نثارس چھےٗ موزوٗن لفظہٕ راش بدس۔ تسُند اسلوٗب آسہِ کُنہِ کُنہِ

کینژن یا کُنہِ آلوس پتے لاراں باساں ٗ مگر اتھ ہیکو نہٕ قطعاًشُد تقلید

وٕنتھ۔ تس چھُ یقین ٗ توژھ۔ سُہ چھُ ہجومہٕ منٛز نبرِ نیرٕنُک جُس تہٕ تھاواں ٗ

تہٕ خواب تہِ۔ دلیلہِ موکھہٕ کمے یمٕ ژور شار۔

ژےٗ کیازِ جۄن تِتھے گُل یوان نظرن تل
یوٗاں چھُ یارٕ دسمبر کلینڈرن أخر

سانہِ عصری کرنچ کتھ تُلتھ کُس گژھِ نہٕ نمناک۔ مگر عظمٔن ورتاو
اتی باکہٕ ژھٹہٕ ناواں تہٕ اتی آش رژھراوان۔

کوٚت گژتھ راجہِ ، پوٚت نہٕ پھیرأنی؟
کوٚت گژھن ماجہِ ، کُس شہر ژھانڈن؟

کٔتی جن زن گے ہرٕدِچ لے
تیلہٕ کُس ونہِ اسہِ سۄنتُگ پے

توہیہِ اگر انہِ گٹیک کوٚرو گونگل
اسہِ تہِ تھل گٔر وٕں آفتابن ہنز

از کل یہِ بۄنی تام دِواں چھم مےٚ آمہٕ تاو
لوکچارٕ گرشمہٕ کال دِواں میۄٹھ تاپھ اوس

دۄ پمس انہِ گوٚٹ چُھم ژاپاں
دۄ پنم ہنہِ ہنہِ چمکاوتھ

ناو تہِ روۆ تہِ داو تہِ ژِھنٛز
پژ ارو کس ، ابساوو کیاہ؟

نے ینٛدٕرے نے شہتوسے
رالتس ارزتھ ہاوو کیاہ؟

ثارُن باوٕ ژبل، مُشاہِد، حبس آگہی، عصری بیدأری بیترِ چھیی تاریفن لایق مگر یہِ چھُ بیا کھا اکھ شاعر، یُس تمن ٕکرٛن تام صاحبِ کتابن ہنٛدِس لسٹس منٛز شامل چھُ سپداں، یِمو وزن پیمائی باپتھ نہٕ ٕبلکہِ مثالی شاعری کرتھ یہِ ثابتھ دِیُت کرِتھ زِ عربی فارسی بحوٗر اوزان چھِ کأشر زبانی باپتھ پوٗرِ پور لگہٕ ہار۔ لگہٕ ہارے یوت نہٕ ٕبلکہِ Genuine شاعرٕ سنٛزن تخیُلی پکھن بے مثال قوّتِ پرواز بخشان۔ رب بخشن ثارعظمٕ سندِس فنس تہ فکرِ زیادٕ زیادٕ بہارتہِ، تہ جہار۔

شہناز رشید
جانی پور
جموٗں

# یہِ چھُ کاوس واوِ چ کتھ باوان

نِثار عظم چھُ میأنِ کنِہ سہٕ گُلاب، یُس وُنی وُنی پھوٚلمُت چھُ۔ وُچھن وألِس متھ گرٛھان زِأ چھن تلےٚ تھاوٕہَن۔ صوٗرتھ تہٕ سیٖرت دوشوَے أمی ہِندِ شوخ انہارُک پےٚ دِوان۔ مگر یێلہِ أمی ہِسے تازے قالبہٕ دژ امتِس عظم ہِندی شار اِنسان پران، بوزان چھُ، ہےٚ بنگہٕ چھُ گرٛھان۔ أمی ساتہٕ چھُ نِثار گُستام سُہ عُمر رسیٖد فنکار باسان، یمی زیٹھ زِندگی آسہٕ گُذأرمژ، تہٕ ذأتی بییہٕ اجتمأعی سطحِس پیٹھ ان بوٚ دسرٕنی ووٕگنی آسن وُچھہٕ مِتی تہٕ سُری مِتی۔ نِثارُن شار چھُ اتی ژودأہمہٕ رأژھُنٛد زوٗنہِ شب تہٕ، اتی گرٛشمہٕ کالُک دُپہر۔ گھےٚ رُسل میرُن لول تہٕ گھےٚ أزیُک وأراگ۔ بہٕ چھُس مُطمین زِ کینٛہہ وُری بروٗنٛہہ یُس ووتھہٕ وُن گونماتھ مےٚ پنہٕ نِس ٹأٹھِس یارس تہٕ کأشرِ زبأنی ہِندِس مُعتبر تہٕ معاروٗف شأعر شہناز رشید صأبَس حوالہٕ کریٖو، تمی چھُ ووٗنی نہٕ صِرف سرٕ چالہِ پٔنِن فنکارانہٕ کاڈ کوٚڈمُت، بلکہِ یوٗت پُراعتماد بنیومُت زِیتھ ہیوٗ دعواہ کرنَس تہٕ چھُنہٕ واے بران۔

رأہی تہٕ رُسل میر تہٕ شہناز پرن والی
یِمہٕ یور عظم صأبہٕ پرٕن چأنی موٗللی شار

مگر وُنہٕ چھُ عظمس واریاہ سنگلاخ یہِ اعتماد پننہٕ جایہِ ــــــــ
سرٕ کرٕنی ،لہٰذا یُتھ ہیوٗ دعویٰ کرُن چھُ میٲنہٕ خیالہٕ زہر مَٹھ چنِس
برابرـــــــ یہِ پرار تَتھ دوٗہَس ،ییٚلہِ یہِ دعویٰ صحیح ثأبت گژھہِ۔ خدادی
نَس قدمن مددتہٕ قلمس رُمہٕ ریٚشہِ سُنٛد آے۔

ڈاکٹر رفیق مسعوٗدی
ڈنگی وچہ رفیع آباد

# حمد

کاینا تُک نظام چانی ستی
صُبحُ دُپہر تۓ شام چانی ستی

گِتھ چھِ پۆنپرۍ کران باغن منز
گُل پھولاں شہرٕ گام چانی ستی

ماتحت بحر و بر چھِ چانی بس
واو ناون امام چانی ستی

ابتدا گوٚ یہٕ وکھ تہِ چانی ستیٕ
سپدِ یتھ اختتام چانی ستیٕ

وتھ ژٕ ہاوان کاروانن چھُکھ
تِم چھِ پراواں مقام چانی ستیٕ

چھُس عبادتھ کراں فقط چأنی
چوٚن ادنیٰ غوٗلام چانی ستیٕ

شعر میانی نثارؔ ژیےٚ اللہ
چھُم یہٕ شیرین کلام چانی ستیٕ

# نعت

ذکر کمی سُنٛد سپُد یکدم فضا گو شادماں لۆکو
زمیٖن سأری یہِ کُل عالم تہٕ سورے آسماں لۆکو

سہل کتھ ما مدح خأنی کرٕنۍ عربی شہنشاہسٕ
یہِ باوتھ حض قرآنس منٛز خدا پانے کراں لۆکو

شہنشاہ عالمن ہُنٛد یُس چھُ مأ لکھ حوضِ کوثرُکے
سہٕ حُجرس منٛز بساں واللہ یمس خأطر جہاں لۆکو

مُخأ لف یُد مےٚ چھُسم سأری مےٚ مدتس چھُم رسوٗل اللہ
سفینس بوٚڈھ لگُن میأنس، مہٕ أسنہٕ بادباں لۆکو

عظٛم للوان جگرس منٛز فقط اکھ اورِزووٗ اندری
دعا کری تو وُچھتھ مرِ ہا مدینک آستاں لۆکو



کر یہٕ روٗس تہٕ کُل جہانن وُچھ
کیازِ روٗس تہٕ میانٛی پانن وُچھ

دوہلہٕ وُچھ تمی تھزر شبس پستی
وُچھ نہٕ کانٛسی یہٕ جانہ وارن وُچھ

زیوٗٹھ صحراو زٕٹھ ہارٕنی دوہ
خاب یُتھ کیازِ بادبانن وُچھ

پرٛتھ پٔدس ناگ پرٛتھ پرٛاو گلاب
وتھ عجیبے یہٕ کاروانن وُچھ

بس ہیٚ بٔنجاری قسمتن مورس
ءکتیٚ گردشٕ یمیٚ آب و دانن وُچھ

ژأنگی ریہہ کس سنا شبس پراراں
موج تھلہِ تھلہِ وُچھاں چھِ بانن' وُچھ

پہرِ وو ل شاہِ دو جہانٚ سپدتھ
پہرِ ہندی خاب لامکانن وُچھ

پرٛتھ پٔدس ناگ پرٛتھ پڑاو گلاب
وتھ عجیبٕے ہیٚ کاروانن وُچھ



آؤے نۂ تمن راس تۂ دریاو کیاہ کرن
پھٔٹ زن بٔٹھِس پیٹھۍ وں تمن ناو کیاہ کرن

پرٛاگاش چھُکھ لبُن تۂ ژھنٛڈن لۆکھ پتھ وَنن
یُدوے نۂ آفتاب تتھن دراو کیاہ کرن

اتھواس کرنہِ خاجہِ خضر آکھ وتھ لبن
رأوکھ اگر ؤں توتہِ کھن گاو کیاہ کرن

چھٕن دامہٕ ستھ سُدر تہِ اگر تاپہٕ ددٕ بدن
ہمریاکھ نہٕ یُد توتہِ منگُ تاوٕ کیاہ کر

گاچھ خبر انن تہٕ گُزارن یہٕ شب کتھٕن
میچھ اگر نہٕ جایہِ پناہ کاوٕ کیاہ کرن



موٗلِج یہِ دگ چھےٚ دلن ہنٛز ژٕ بایہِ رأچھ کرُس
یہے صدا چھےٚ گرٛھاں جایہِ جایہِ رأچھ کرُس

پہِ سوٚے سو ہیر چھےٚ یوٗس کھساں عرشس کُن
دُبارٕ کتہِ ژٕ لبکھ پایہِ پایہِ رأچھ کرُس

دلُک صحیفہٕ دِمے ورقہٕ ورقہٕ پرٛیٚ زِ مگر
مےٚ سوٚمبرُمُت چھُ لگے آیہِ آیہِ رأچھ کرُس

سُہ یُس پُھلُے ژے دلس زعفرانٔی خوشبو ہیوٗ
تمس چھِ واو ژھنڈاں گنڈ کلایہِ رأچھ کرُس

یمس چھِ تأبیاہ سأری خزانہٕ تأبِرکی
میٚے از سُہ خاب چھم دژ امُت گدایہِ رأچھ کرُس



ؤسی یاب چھوکن سپدِ مۄ بُلغار اگر یکھ
مشہن مۄ پنٕنز دأدیٚ دوکھ آزار اگر یکھ

مونم زِ دِتھُکھ بونہِ پنٕس نار اما پوز
ہاوے بہ مۄ نِش توتہِ چُھ شہجار ر اگر یکھ

کُس جوٗگی لِکھِتھ گوٚے ژے ڈیٚکس گرشمہ سکستان
کرنے پدٕن ژے میٹھیٚ یم سبزار اگر یکھ

ولہٕ ژٕیرٕ پھۄلے چھاو تہٕ کُنہِ ناگہٕ بٹھس پیٹھ
پانے وُچھکھ ژٕ پرٛۄن سُہ دربار اگر یکھ

تُلمُل گرٛشھو تہٕ سأد سُنٛد استان گرٛشھو أسی
درگاہ وسو بابہٕ گرٛشھو ژرار اگر یکھ



انہِ گٹن منٛز چھِ آفتابٕچ کتھ
کتھ حُسینٕنز تہٕ کربلاہٕچ کتھ

جنگ چُھ اپزِس خلاف پزٕرُک بس
کُلٕ یتن چھنہٕ یہِ اقتدارٕچ کتھ

یاد ہنگہٕ منگہٕ پیواں مے آلِ نبیؐ
زٕنٛہہ تُلاں کانٛہہ اگر گلاہٕچ کتھ

دُدسۍ چشمن تۍ وٕڈھ گرٛھاں جگرس
ییٚلہِ تہِ بوزاں پۍ چھس فراٖتھ کتھ

تو پتن حض کرکھ بے سر موصوم
بس اماموٗ کریتہٕ اٖمنٛچ کتھ



# آش

صبحٕ صبحٕ ژٕمۍ مُژ روو

دروازس تور

ژٕمۍ وُچھ تمہِ سندِ برٛ اندِ پیٹھے

میانس برٛ اندس تام زٕ ٹھ کھیاہ اکھ

یمہِ کس سِنزس وۄنتھ نٕہ کانٛہہ

کیول ژٕنۍ کھے

یتھ منز دُشوے آنگن
سأری چھجل سرٕ وتہٕ ساری
برجس پھوٕجمڑ تھرِتہٕ تمن ہٕندی
اڈ پھلی ٹۆری ہبنہٕ آمتی اُسی

لُت لُت گیہِ اتھ کھیہٕ منز
سانبن پڑ انبن نۆرٕ اُچھن ہنز
سأرٕے اۓہی
گُلہم ارزتھ دیہِ خأرن ہنز
صجکہِ نۆرکہِ گوڈنچہِ پڑ وِکھوتہٕ
شۆژتہٕ شودشُری باشہِ تمام

سانٛین رشتن ہنٛز تتھ نپہٕ ونہِ تارکھ مالہِ
زنتہِ دواں گۄ دام اویۆ د
وُمراتن ہُنٛد ہلکاٗری گۄمُت
بلیک ہول...........!

راے جدا گیہ
ماے مٹھاں گیہ
آے لباں گیہ لُت لُت کھے
پھٹجبن کبتھ میراث پٔنُن ییٚتھ
اسہِ درایہِ بازر......

اسہِ نیہِ نُنٛدٕ ریشی بیہِ للہِ ہنٛز
سأرۍ ے ارزتھٕ لیلام کرتھ
کھیہِ ہٕنٛدی انہِ گٔڑ ہنہِ ہنہِ آوٗر
سوٗن وجوٗد
پرٛ زنتھ سأنی

اسہِ گیہِ سأرۍ ے وانٛس
یہے دگ للناوٕاں
اسہِ گوٗ واراہ کال عذابٕچ قبر کڈان

وکھوۆنی آوزِسانہِ امارک
ارمانن ہُنٛد
سورُے پڑٛ اگاش
شش جہاتن چھکراوو
ولہِ أسی دُشوبے
سأرٕ ے دُے ' سأرِ ے نفرتھ
سأری ہلکأری ہاوس
اوُچھ چھوکن ہنٛز سأرٕ ے دگ

سأری شکوٕ شکایتھ
اندرمہِ زہرچ سأرِ ے تیہہٕ
سورُے سُمبرتھ یکجا کھیہِ منٛز دفناوو

تہٕ پڑٛ اروسوٚنتس
یلہِ أتھی کھیہِ نِش پوش پھولن......
بسیار امارکی پوش پھولن۔



ئُتجبٕن زن گیٚے ہرٕدِچ لے
تیلہِ گُس ونہِ اسہِ سوٗنٛتُک پے

بُتھہِ چھُکھ تأپرُک صحراو
اڈٕپھٕلی خابن رٕچھتن دے

شجرٕ چُھ کاکد تلمن پیٹھ
واوس ونہِ زٕبن یوٗرُک پے

چانٕن یادن ہُند کھنڈر
دِلہٕ کِس شہرس پیٹھٕرے شے

نبضس نبضس تجُنم دگ
دۄرِ چُھ کستاں وایاں نے



دوہ دِگر واتہِ لُکھ سحر ژھانڈن
رووُمُت کیاہ چُھ در سفر ژھانڈن

تن نپاں چھکھ٘ منس تُلیٚکھ کھے کُس
کیاہ کرن کُس کلایہِ گرٚ ژھانڈن

یلہِ تمن تژاوِ پتھ ونچ پوٚت کل
کاو نیرن تہٕ کاشغر ژھانڈن

ژم لتن ہنٛز یمس وتن لارے
کتہِ سُہ پھیراں چُھ دربدر ژھانڈن

کوٚت گٔژتھ راجہِ پوٚت نہٕ پھیرانی
کوٚت گژھن ماجہِ کُس شہر ژھانڈن



تمام نظرٕ وژھر وألی لگھ پرن أخر
گُلن پھوٗلُن چُھ بہارس مگر ہرن أخر

یمن چھے وأنس گمژ پھاٹہٕ وان ان ارمانن
ہوٗکھُن تہٕ آسہِ یمن دُون سمندرن أخر

مہٕ ژٹھ تہٕ رشتہٕ سری از ژٕ یتھ شہارس ءستی
ژیتس یہٕ تھاوللگھ ما یٔمن وتن أخر

ژے کیازِ جۄن ییٚتھے گُل یواں نظرن تل
یِواں چھُ یارٕ دسمبر کلینڈرن آخر

یمن چھے ماجہ کران انتظار سرٕکن پیٹھ
ضورۄر نظرِ تِمن تِم گبر گرٕژھن آخر



دُیٚوت نۆ نبن کاںٛہہ راش تہٕ پتہٕ
پیٚو نۆ پگاہ پڑاگاش تہٕ پتہٕ

کنہِ شہرس منٛز دفناۓوِ کھ
راتھے شیشوٗ لاش تہٕ پتہٕ

جاناوارن پرٕ کترتھ
اسنہِ لوٚگُکھ آکاش تہٕ پتہٕ

منکس نیلس اسمانس
کوٗڈ نۓ خیالو واش تۓ پتۓ

صحراوس منٛز رٕحتِ سفر
ابرکی کٕژتاں خاش تۓ پتۓ

انہِ گوٹ لأگتھ سفرس دراکھ
وتہِ زن سمکھی گاش تۓ پتۓ

﴿ردیفک آخری رُکن شعوری طور تجربہٕ رنگۍ متحرِک کرنہٕ آمت﴾

## سو

پرٛتھ کانٛہہ شخصاہ زنتہٕ لباں
صحراوس منٛز اکھ ناگہٕ پۄکھر
کٹھہٕ کُش کالس زٔیر پھُلے
چلّے کلانٛس وچھہٕ وُشنیر
گٹہٕ کارس منٛز گاشہٕ مُنار
گرٛھنہٕ گرٛتھ زنہٕ نظرٕ وژھر
گرٛیشمس اندرواوٕ رنٛگاہ
زنتہٕ اراچ پٔل چھےٚ کھوٗاں
نوسۄرٕ چ دگ

زن تہٕ کراں
چھبس گۄر وچھس منٛز راتھ رٔٹتھ

زۄن اناں چھبس
سۄنہٕ تھالبن کبتھ مخملی خاب

زن تہِ کراں چھبس
ساعری تارکھ
اندی اندی گتھ......

زنہٕ پڑتھ قدمس
وتہٕ ہاوُکھ چھس
خاجہِ خضر

آمہِ پنٕنے زنہٕ ناوِلگاں چھُس
صدرس تار
یلہِ لتس شخصس.......
کلہٕ پِٹھی اتھہٕ پھِر ناواں
موج.......!

صبح دم دِل بڑمانؑ خاموشی
سوۄنچہِ تھرِ گُل پھولانؑ خاموشی

اندرٕ دم پُھٹڑ گُمت چُھ سوٗرے کینہ
نبرٕ پھیراں طُفانؑ خاموشی

شورِ محشر چُھ بستِین ژاپاں
از تہِ صحرا ژھنڈانؑ خاموشی

دم پُھٹے سینہٕ کِس ونس اندر
سٕہہ چُھ اندرِم گربزانؑ خاموشی

ٲکتی پۆنپری دزنٛ ، تۄ ٲکتیٚاہ ڈٔدی
ریٖشہٕ چھےٚ شمٕھس نٹانٛ خاموشی

چھٕنہٕ پتاہ کرِ ئیٚہ کتھ پڑاوس پلٹھ
وانٛسہِ ہُنٛد کاروانٛ خاموشی



راتھ اوسس تہٕ از تہٕ تنہا چھس
شب ژودااہم تہٕ ییہٕ تہٕ تنہا چُھس

پیر بارے چھے لالچوٕ کچ ہش
میانہِ پانو تہٕ کیازِ تنہا چُھس

دل پھولیم یُد پھولن گُلاب وتن
یکھ ژٕکر نوبہارٕ تنہا چُھس

خشمہٕ ہوٚت سخ وولُر چھُ یااللہ
تار دی زبم مے ناوِ تنہا چھُس

بے قرأری دلس چھے شامہٕ پیٚٹھے
از سُہ یُن گوژھ نٲرِ تنہا چھُس



وساں مےٚ نش چھُ امارن ہُہ آسماں شامن
رُکاں مےٚ نش چھُ پھر کھنڈٕ پہٕ کہکشاں شامن

دوہس گٲرتھ ژےٚ امارچ تہٕ زندگی ہنٛز کتھ
وناں ژٕ کیاہ پہٕ نٔوے چھُکھ وں داستاں شامن

سنگر پھولاں تہٕ پھولاں چھم گُلاب ارمانن
مےٚ نِش رُکاں چھ مژُھیل خابہٕ کارواں شامن

مےٚ دُے دوٚہس چھُ سُوٚمبُر مُت یہِ چانہِ رایہِ متیٚوٕ
یہٕ گاش گوٚژھ نہٕ گرٕژھن از تہِ رایگاں شامن

مےٚ واوٕ ونتہٕ ژٕ ما میانہِ گامہٕ کنٕ آمُت؟
توے چُھ نافہٕ ژھٹاں از مےٚ جسم وجاں شامن



تمۍ تھوٚو ہمیشہٕ سوٚنتھ تہٕ سبزار أچھن تل
مێے روٚد ہرٕد تاپھ تہٕ آزار أچھن تل

تتہِ اوس سفید خوٚن ووزُل آب سبٹھا یاف
ٲلۍ اوس لُکن سونتھ تہٕ سبزار أچھن تل

تس ٲس گبج راتھ ہٕستھ زُلفِ خمن منٛز
میتہِ روٚز لولہٕ ہانکلاہ شہمار أچھن تل

ترٕ کٔنڈۍ میٛے پھٹِم خاب وُچھتھ گوس ہُشیاریام
یا خٔونِ جگر اوس نتہٕ تلوار أچھن تل

تس رٔودپتے شور تہٕ کرکہٕ ناد پیاپے
تس اوس ونس منز تہِ سُے بازار أچھن تل



مے وارہ کال ووُتم راتھ ژالان
فرإکی ژِہی تہٕ گُنزٕکی ساتھ ژالان

گہے کٹھٕ کُش لگاں میأنس شابس
بہٕ گاہے چُھس أندری وہراتھ ژالان

ؤں وِأنج مامہٕ کاکس یُس چھُ کۄراں
سُہ راون تیُوٗل چُھ ارزن ناتھ ژالان

پرٚیشاں اکھ اکس نش اسہِ چھِ دُشوے
ؤبہ حالاتن مے چھم حالاتھ ژالان

گُنبر پڑتھ ساتۍ زالاں چھُم مے ہن ہن
ؤبہ چانے لوۍلگُے خأراتھ ژالان

نبکۍ آسیب انساں ہۍنڈی مظالم
چھے کیا کیا زر عظم بُتراتھ ژالان



ہنا ژٕ کرِ زِ صبر میانہِ یارٕ گاش ییِن
دُبارٕ أسی تہِ وُڑوٗ جانٔوارٕ گاش ییِن

دِلاسہ دی زِ شبس پوٗنپرٕ بن صُبح چُھ پکاں
گولاب تازٕ پھولن وارٕ کارٕ گاش ییِن

أزچ یہِ راتھ ٹھہرٕ، نیر کوٗت ژے نیرُن چھی
روٗبس حوالہِ پگاہ، شہسوارٕ گاش ییِن

دتم ؤز راش زٕزن ہنٛز نتے کھییم انہِ گوٗٹ
ؤبہ زوٗن چھبس ؤتہِ ہنا میٛتہِ ستارٕ گاش یِین

گہُل یہ شب تہِ ژھنتھ پیوٚ چھاں وتن چانٛن
ؤبہ انتظار کراں چھُس نٲرٕ گاش یِین



کرِم رُم رُم مے یُس سأراب سوزُم
زمینس سونچکِس سہلاب سوزُم

مے کر مُنگمے مے دی زبم لال جوہر
أچھن اندر حیاۂکی خاب سوزُم

خیالن دِم تھزر اسمانہٕ والیٚاہ
دلس نرمی أچھن کُنتھ آب سوزُم

پیٚتُگ پڑتھ اٙنہٕ اوٗن ژانگبن نٹاں ریہٕ
ہٕژ یتھ انہِ گٔڑ زُوِس افتاب سوزم

مے دلہٕ کِسٙ اٙنہٕ خانس یم تُلَن کھے
خودایا بس تمے اسباب سوزُم



دوہس چھِ لانہِ لکھتھ ساس انتشار دلس
یواں چھےٚ راتھ ۂتہ زالاں چُھ انتظار دلس

چھُیے ژےیُن ۂتہ ۂتم چھُم ہردمےٚ زاگہِ بہتھ
ژٕ پوشہٕ نۆلہِ ولو وُنہِ چُھ نو بہار دلس

نواں سکوٗن گُہے کانہہ ووزُل گُلاب أچھن
سناں مےٚ کان بِنتھ گہہ چھُ تازٕ شعر دلس

چھ از تہِ گرہند سو کراں تارکن ہتہٕ زوٗنہٕ شبس
تمس چھُ ژوٗرِ نواں از تہِ شہسوار دلس

رگن رگن ژے برِتھ چھُے اما رمیوٗن، مگر
خبر مے کیازِ یواں چھُم نہٕ اعتبار دلس

مے یمِ سکوٗن دلک نیوٗ تہٕ بیوٗٹھ گرشھنہٕ گرِتھ
سکوٗن آسہِ نواں تس تہِ ما نثار دلس



مے گیہِ وٲنساہ وٗل پڑزلاواں کرٕہُن شب
زِتنۍ گُیوم چھس بہٕ پڑزلاواں کرٕہُن شب

بہٕ زالاں چھُس وتن منٛز ژٲنگی لوٗلکی
چھُٕنس کُن زُن بہٕ کھوٗژناواں کرٕہُن شب

کراں عادتھ بہٕ چھُس تس زندگی ہُند
تہٕ گاشک مس چھُٕنس چاواں کرٕہُن شب

تمس سُرخی بُتھس پیٹھ سنگرن ہنٛز
سو زُلفن منٛز کھٹتھ تھاواں کرٕہُن شب

چھے کُنہِ جنگ نامہٕ بۄزاں رأتی راتس
چھُ کُنہِ کُنہِ توسہٕ ابساوا ں کرہُن شب

دوہُک سورُے تھکُن سأرِے کدۄرتھ
تہٕ سأری دأدی مشراواں کرہُن شب

بنتھ زُنہٕ موج کھوتہِ منز للناواں
مے شُری سٔندی پأٹھی چھم ساواں کرہُن شب



پرٕچان کیازِ منگاں کیاہ چھِ جانور صبحٲے
وُچھان کیازِ نبس کُن چھے پرٛتھ نظر صبحٲے

تھٔکتھ ژلاں یتہٕ شبس دۄر گوپھ رٔٹتھ بیہواں
وں گو یہِ گاش دگاں چھم مے دارِ بر صبحٲے

تمام رأژنٹاں أسی چھِ گاش پھولنَس تام
دلن وہم چھُ یتُے مارِ کوس خبر صبحٲے

شبس دِواں چھُ فقط بےُ کسیٗ تہٕ تنہایی
کراں حوالہٕ ہجومس مے پھُم شہر صبحاۓ

وتھے ژےٚ چھے نہٕ پتاہ نےٚ ہیکتھ پکھن چانین
وں گو گرژھن تہِ ژےٚ چھُے کاوٕ کاشغر صبحاۓ

دعا کوٗرن نہٕ' نہٕ دوپ نم ژٕ گرژھ روبس مٹہِ چھُکھ
مگر مےٚ وُچھ زِ تمس آسہٕ چشمہٕ تر صبحاۓ



ارزتھ بچتھ یہِ چھبس تۓ سُہ خرچاوِ شہر میوٗن
پرتیتھ تمس راوِ تۓ پتۓ راوِ شہر میوٗن

اکہِ دوہ ہجومۓ دوٗر تۓ کرٛیکۓ ناد نش اپور
وُچھِ گامۓ شُہل سایہِ تۓ لر ترٛاوِ شہر میوٗن

پئےٚ چھم زِ پیٚوان آسہِ نۓ پتھٚ کال تِمس یاد
زانٛہہ کائلی پییس یاد تۓ اوٚش ترٚاوِ شہر میوٗن

گُلریز پرن وألی تہٕ شہتوس کتن وألی
کینٛہہ خاب موللی لۄنٛچہٕ گنڈتھ تھاوِ شہر میٲن

ترٛاوہم مےٚ کُنُے زوٗن تہٕ دپہٕم چھاو وُجأری
کھوچہٕ مےٚ پگاہٕ کھالہِ تہٕ پرٛکھاوِ شہر میٲن



رٕژھرِتھ وُنہِ اَسۍ تھاوۏ کیاہ؟
نیہِ پُیہِ اَءخر ہاوۏ کیاہ؟

ناو تہِ روۏ تہٕ داو تہِ ژھٕنۍ
پڑارو کس ابساوو کیاہ؟

یتہِ چُھنہٕ کاںٔسے گاشُک سریہہٕ
بستی ئلہِ وُزناوَو کیاہ؟

نۍ پِندرِ ے نۍ شہتوٗ ہے
رائتس ارزتھ ہاوَو کیاہ؟

سوٗنتس کتھ أسی ویٔو ر ٹُلو
رہتہٕ کاٗلس أسی چھاوو کیاہ؟

کاٗنسہِ أکس چھُنہٕ گوشن ہوش
گُدرن أسی بلی باوو کیاہ؟



# پرٛتھ پدِ سونزل

یادن ہنٛدِ پتھ ونہٕ پٔٹھہٕ وۄتھ
بتھی پھُیۆر اکھ یُپ خابن ہُنٛد
متہٕ پرٛزھ تہٕ پُسِ ءستی کیاہ کیاہ وۄتھ
احساس تہِ وِتھی جذبات تہِ وِتھی
بیہِ وۄتھ ارمانن ہُنٛد اکھ ینہٕ وۄل
بیہِ زُوٗل سپُد دلہٕ کِس شہرس -

وادن هٕنز مُشکہٕ پھُٹٕج ہٕنٛتھ
اٚدی وۄتھ اکھ پننہٕ پۄنٛپر
گُلزار کوٚرُن پرٛتھ باغ دِلُک
شہجار وۄوُن پدِ پدِ سبکلین
سوٚنہٕ پتھرٕ دِلٕچ سأراب گرٕن

کھسہِ پرٛتھ اکہِ پدِ انہأر سوٚنزل
لیکھہِ واو ڈلُک سرِ تازٕ غزل
نٔوی نغمہٕ وُزن بادم وارِٛن
پمپوش چھلن زُنہٕ گاشس تن
بیہِ وایہِ وولُر سنطوٗرُک ساز

وۆتھ آشن ہٕنٛدِ کمٕ تاں ونہٕ پیٹھ
خوشہٕ وُنٛ چِھٹہٕ کوتُر
وُوٚنۍ واش کڈن یِژ کأکی پکھن
یمہٕ سأری پنجرٕ کی قأدی پگہہٕ
بیہِ چُری گُیٚش گرِژھ پرٛ بتھ دارِ نبری
بیہِ أکتجہِ وُڑوٚ آکاش لبن



نژو باغن گُل و گُلزار سپدو
سیٚکلِہ صحرا ژھنڈٕتھ سبزار سپدو

پکھن سانٛن ژٕتٕس اسمان از تاں
وُڑو یُدوے تہٕ جاناوار سپدو

وُچھوہے گُل تہٕ پننہٕ پوشری بنو أسی
پھُلو ہرگاہ تہٕ مُشکہٕ دار سپدو

وٕٹھ روزو تہٕ رٲشِمی تھان باسو
پھُٹُج مُژرو تہٕ اکھ بازار سپدو

دلُک شستر أچھن ہُنٛد تیزٕ گاٲلِتھ
وِلو کانژھا نوٗے شھکار سپدو

بِنتھ روزو نہٕ أسی دیوارِ بُرٕلن
ضرب دِیاوِیوٚ تہٕ أسہِ مسمار سپدو



نورٕ چ مُہر ڈیکس تہٕ أچھن منٛز کتاب لَس
سمکھی تہٕ وُچھی زِ آسنے پھۄلی ہتی گُلاب لَس

پُرٛژھنے اگر ژرے میۆن ژٕوٕنی زبس زِ چأنٛی دٕژرے
وُنہِ تے کھسُن وسُن چُھ شہن ہُند عذاب لَس

لیکھنا وِزبس ژٕ میلہٕ کنہٕن منزلُک پتاہ
وتہِ وتہِ پٔدِس پٔدِس چھِ کوٚس ہتھ سراب لَس

بخشِم میٚۓ سکھ پدٕن تہٕ أچھن بوٚر میٚۓ یمی ہرد
سوٗزم میٚۓ ڈالہِ ءکتیٚ شہلۍ سوٗنتہٕ خاب لتس

پے چھُم تمس تہِ أنہٕ دِلُک صاف گرِٛھ پگہہ
پشتاوِ سبٹھاہ آسہِ ووٗدُن بے حساب لتس



دغا یُدوے کوٚرُے واون کرکھ کیا
تلُک پٹھ زنہٕ کوٚرُن ناون کرکھ کیا

ژے ہے سالس اُ نُتھ صحرایہٕ گوٚبی
دِژٕے نے تڑیش دٕریاون کرکھ کیا

دلُک آتش فشاں سینٕس اندر چھُے
ژٕ دٕریاون ہتہٕ شہجارن کرکھ کیا

ژے گئے اکھ وأنس بوزاں بوز سوزُے
اگر یمِ کینہٕ تہِ فرماون کرکھ کیا

ژٕ مشراوکھ اگر پتھ ون تہٕ مشرُکھ
وٕنی یُد کانہہ ژے شچھ کاون کرکھ کیا



تھزرس خلاف اوس نہٕ کاوس خلاف اوس
جنگ میانہِ گانٹہٕ بیٚارِ تہٕ واوس خلاف اوس

ازکل یہٕ بۄنی تام دِوان چھم مےٚ آمہٕ تاو
لۄکچارِ گرٛشمہٕ کال دِواں میۄٹھ تاپھ اوس

ریہہٕ رۄز تتھ ہُراں ونٕ گو بیاکھ کتھ یہٕ اُس
پھوکھ یُس تہِ تمی دِژاو الاوس خلاف اوس

آرام لیس نہٕ آو تہٕ ژٕج چانہِ شہرٕ دۄر
تس پٕریہِ کأیناتھ پٔنٕن کوہِ قاف اوس

یُس رۄد دولہٕ سینہٕ سِپر واو ہالہِ' راتھ
رأیل سُہ مۄلہٕ دراو جُھکاوس خلاف اوس



جذبن هُنٛد جاۓ گیر چھُ دل
خابن هُنٛد تاۓپر چھُ دل

اَوٗبل زاَوٗبل شیٖش محل
نوزُک اکھ تاۓمیر چھُ دل

وندٕ راۓژن منٛز کانٛگر هیٚو
رٕہتہٕ کالس منٛز ویر چھُ دل

پرٛ بتھ گُھرِ پتہٕ کنہِ ہتہٕ بدی گُھری
زنہٕ مسلے کشمیر چھُ دل

گُنہِ رہزن گُنہِ شاطر ٹھگ
گُنہِ رہبر گُنہِ پیر چھُ دل

وادن ہنز خوش وِنی خوشبو
یادن ہنز زنجیر چھُ دل

گہ کامل گہ جبہٕ خوتون
گہ راہی گہ میر چھُ دل



یادن ہُنٛد اکھ لشکر وۆتھ
دِلہٕ کس کمرس اندر وۆتھ

انہِ گوٗٹ سوٗرے نیٖنٛگلوٗن
صبحکہِ نوٗرُک پیکر وۆتھ

چانِہِ قدمن پرٛ اراں چُھس
دِلہٕ کس صحنس چھُم برٛ وۆتھ

زُنہٕ گاشس از گُستامتھ
روٗپہٕ تن ناوِنہٕ من سر ووٗتھ

جبہٕ خوتوٗنہٕ چھُ سمکھُن لتس
یوٗسف شاہ از پانٛپر ووٗتھ



ہوا صبُحک پھُلے ییتھ ژاو چشمن
یہِ کیاہ موسم نوٗوُے از زاو چشمن

نظر لیس کُن وُچھتھ شیہلان اٲسم
سُہ پُشرتھ گوٚ سیکلی صحراو چشمن

لِدٕر بلکُل لِدٕر ژھٹھ پھیر سوٚدرس
یُتھے واوس اندر پھٔٹ ناو چشمن

گناں روٗزم مےٚ ہنہِ ہنہِ پتھٚ ونٛج کل
تچھاں روٗدُم مےٚ رالتس کاو چشمن

ہوکھن یُدوے مےٚ سأری کیٛری أندرم
وُزاں روزن مگر دٗریاو چشمن



یہِ کیٛوتھ یہ موسم عذاب لۄکو
نہٕ پۄنٛپری نے گُلاب لۄکو

دیۄ مےٚ ژھانڈتھ خزانہٕ واپس
سو میأنۍ إِلچ کتاب لۄکو

سُہ وق تہِ اوس یلہِ گاش پھولنے
کھسان اوس آفتاب لۄکو

أندری مےٚ گُستاں مراٰن لُت لُت
وُچھِتھ یہِ نبرِم سراب لۄکو

أچھن اندر پھٹنہِ لۄگ وجوٗدِ ے
بے گنڈٚ چھُ أندرِم چناب لۄکو

برَن مُژری تو تأری لِلّہ
دِیو مےٚ کانژھا جواب لۄکو



# رُمہٕ رُمہٕ ونہٕ وُن

شینہٕ تھُسی سیٚنس اندر ہٮ۪تھ نار وٲتھی
ژٹھ کٔڈکھ ٲری سٔے سۆرُے یکساں کورُکھ
ہرٕد زردی زنہٕ یمو مسمار گٔر
زٕنتہِ زچہِ نالے کڈِتھ نیہِ موسمن
زنہٕ زمیٚنن ٲلی ژُھن توٗسُک پھ۪رن
زنہٕ تہِ کأنی شال وٗل گُل عالمن

زنہٕ تہِ ڈٕری گنڈٕی ویٚرِوارو سأنٛی کِنۍ
بسمِ اللہ ٔستین ہیُوٚتُکھ ونہٕ وُن کرُن
زن وسُن آکاشہِ مہرازس چھُ وُنۍ
زنتہِ پوٚرتھ مہرِ نیاہٕ تھاأوکھ زمین



وتھ ژٕ ژھانڈکھ تہٕ ژھانڈخابن ہنٛز
نتہٕ ژے ژاپی سٕرٛکھ سرابن ہنٛز

توہہِ اگر انہِ گٹُیک کوٚرۄ گُنگُل
اسہِ تہِ تھل گٲر وٲں آفتابن ہنٛز

یتہِ چھِ پرٛتھ دارِ پیٹھ نپاں تارکھ
سائٔنی بستی چھےٚ ماہتابن ہنٛز

یمہٕ وواں رۄدی سکھ دماغن منٛز
بس تمبے کتھ کراں گُلابن ہنٛز

کتہِ سہٕ دستار شوبدارن ہُنٛد
کتھ کراں چُھکھ کُمن کسابن ہنٛز

شب ژۄدآہم تہٕ چۄن دۄر بر اُف
راتھ نازل سپٕز عذابن ہنٛز



لازمن چانِن وتن
از پھوِلن گُل تے سمن

ئج پھُلے میانِس دِلس
واش کوٗ ڈ پوٗشری پکھن

افتاٖبچ کتھ گٲرِتھ
نُس وٲتھ گو سبکھ اچھن

پتھ ونوٕ دُیٚت ہے صدا
کاوٕ کٔمی رۄٹنکھ کتھن

سوٚنچہٕ کِس کرٕہنِس نبس
زٕوٗن تارکھ کر زوتن؟

لتس وُچھتھ یٔژ کائلی از
اٚنہٕ زنہٕ گوٗمُت گوتن



ہوا ڈلہٕ وُن فضا خوش وُن بہارک
یکھے ساتھا گُوٗنگل کرہو امارُک

نہٕ ناوِے سُیۆد نہٕ چُھم ہم کھوٚر درِدس
نہٕ سنہٕ رُک پے نہٕ کانہہ پتھےٕ کنارُک

مُشتھ گوٚے کیازِ وَنتم گام أخر
لوٚگُے پرِمس ژٕ ون کمی ہٕسندِ شہارُک

کُکلِی پھیراں ژٕے ما چھُے میانٕی پاٹھِن
شِہلِی شاٹھُک تہٕ بیہِ تمہِ ویرِ وارُک

یہِ شاید بُلبُلَن دِژ زیرِ سازس
ضَرب یٔژ کالی گوشَن گو ستارُک

ژٕ یُد وے یکھ تہٕ پانٕے پرٕ زٕ ناوکھ
برس کوٚرمُت مے چھُم گژھ انتظارُک



نَے زمینچ تہٕ آسمانٕچ کتھ
از کرو اُکُنہِ بدل جہانٕچ کتھ

وُن تہٕ کانسے وتو وُچھکھ کیا کیا
کٔریمی کتھ تہٕ کاروانٕچ کتھ

یتِہ کنن ہُنٛد ضرب چلان فقط
یتِہ کرٕنی پزٕتہٕ اَنہٕ خانٕچ کتھ

نافہٕ کاکد ژھٹن ستن پیرٕہن
کمیٔ یمن لیچھِ زعفرانٕچ کتھ

موج چشمن تلےٚ مے باساں چھم
از تہِ یُد کانہہ کراں چھُ دانٕچ کتھ



رٔژھرِتھ تھاوو پگہٕ ہچ ستھ
ولہٕ ژھانڈو کانہہ بدٕلے وتھ

مٕژرِی مٕژرِی پرٕ بزلاں گاشہٕ لیاہ
مٕژرِی مٕژرِی پوٗنپرِی ماراں گتھ

تھاو تہٕ ژوٗرِ یہ روے پٔنُن
اِدٕ پانو پانس ہاوتھ

دوٗ پمس انہِ گوٗٹ چُھم ژاپاں
دوٗ پنم ہَنہِ ہَنہِ چمکاوتھ

شہنازِ نیٚ پأٹھی ہتہِ دادیو
ولہِ گُلدانن منز تھاوتھ

ہجرِ کی نارو پۄرِ شبس
ولہِ کُن زُن چشمو ہارتھ



گتھ کٔری نۄ پۄنپر بو ژھ دو ٚ ذُے سانہِ کانہہٕ شمع
وۄل نال انہِ گٹیو تہٕ نژاں رۄد بس ہوا

کیا پے ژٔلی کپأری تمس خاب مالِنکی
جگرس سنان کان بِنتھ لتس چھِ گہہ بےٚ گہہ

اسمانہٕ پیٹھ وٕسِو تہٕ دیۄ راش گاشہٕ رژھ
وہناکھ راتھ رۄز دِواں تارِکن صدا

الغأیہ سۄن کُن تہِ اگر لوٚگ سُہ میۄن وخ
کرہس بہٕ زارٕ پارٕ رُککھ نا مےٚ نش شباہ

یُن گوژھ نہٕ از یپأری دپُن گوژھ نہٕ گُل پھولن
بۄمبُر پرُس تہِ آو کٔرِتھ گو مگر دغا



# اورِزوے

اکھ وانساہ گُزرتھ شاید اچانک
بیہِ ووتھ ہاہا کارژوپأری
بیہِ زنڈِ گوٚ اکہِ پھری جل اُدھ بھوٚ
نِوشکلہِ تۂ نِوانمانۂ
ونٛ گوٚ
تس ناو بدل پأراو بدل
سہ ُچھ پھیراں
گامن سرین منٛز
اکھ مدہوشی ہنٛز نے وایاں
یُس بوزاں سُے پتۂ پتۂ لاراں

سُہ چھُ بدلے بزٕم دِتھ بزٕ مراواں
مدہوش خیالن تمبلاواں
سُہ چھُ کوچہِ گلبن پیٹھٕ وہرتھ زال
یُس نظرِ گژھاں، تِسی ننہٕ گلاواں

موصوم بہارن لوٗٹھ کراں
گامن تہٕ شہارن لوٗٹھ کراں
ہے میانہِ خُدایا بوز کھنا
بیہِ اکہِ پھرِ یوٗگن سوز کھنا
الغابن کاتٔرٕھا کشپ رُیوٚ شاہ

یُس کھن دی کھاۓنی یارس بیہِ
وولے مٔتی دریا خُشک گژھن
گُل سُنہری بیہِ ریشی وارِ پھولن
نابوٗد گژھن گوٚژھ
جل اُدھ بھوٚ.......!



کُکلۍ کٲکٲ کٔرِتھ وُزناوِ دادٕ بن
ژرے کمی وُن نبے اپُز بلراوِ دادٕ بن

سو نے راتس مےٚ وأنج رٲز کٲراں
پہ رٲدُس شانکہِ از ما ساوِ دادٕ بن

نۂ سوٚنتن کوٚر نۂ رہتۂ کألی اثر کوٚر
شِشُر ماگُک وٲں ماشہلاوِ دادٕ بن

سوٚ یوٚس کُنزِ بک ینٛدرِ کتہِ رأتی رالتس
سوٚ ئلۍ چشمن اندر البساوِ دادٕ ن

یمن دگہِ رۄس دِلَن، ہیوٚمن مشیِٔنَن
کُمِس فرصتھ زِ یُس منساوِ دادٕ ن



ہَن ہَن زالاں رۄدُس أندری ہجرُک نار شبَس
گوڈٕ ہُری اکہِ اکہِ سأری تارکھ پتہٕ لٔج زۄن درَس

تُمی لٔب کتہِ تاں اسلافن ہٕنٛز نپہٕ وُنی خابہٕ پھُٹِج
قدمَن تل پتہٕ یگدم ساری تارکھ مالہٕ وَژھس

چشمَن اندر راتَس رۄدِم وُلرِکی مَلَر ووتھان
پَے مأنِجی رِتھہٕ کٔنی آخر دِل پھوٚٹ یادٕ سرَس

وقتَن اَتھہٕ مۄرِتھ نِیہٕ أخر سأرے اَرزتھ تَس
نَے چشمَن منٛز پگہٕ ہٕکی ارماں، نَے کانٛہہ خاب بدس

اَنہِ گُٹ شہرَس منٛز یٚمی ترووُس گُن زُن، پانَس ژۄل
تارَکھ نَب تَس ہٕلمَس برٕ ہا، نالَس زۄن جرَس



بہٕ چانہِ مایہِ شبس چُھس وُچھان خاب ولو
ولو ژٕ جل زِ کھسُن گوژھ نہٕ آفتاب ولو

زیٹھ راتھ لگے ءَ عن ءَ غن چاۓنی ہش
دلٕس سکون دماغس چھُ اضطراب ولو

امارِ چانہِ مےٚ زاۓلتھ تھٔوِم شمع راتس
بہٕ وۄتھر ہبے اگر ژٕ یِکھ ووزٕلی گُلاب ولو

گٲہج یہِ راتھ کُنی زٲنۍ ، کُنٕے چھُ ڈل پڑاراں
لبٕجم مبے چشمہٕ درس میانہِ ماہتابہٕ ولو

ژٕ سوٗنتہٕ واو بنتھ یمہٕ تہٕ سینہٕ شیہلاوُم
مے ہرٕدِ کال کراں چھُم دِلس عذاب ولو

پرُن نہ کانٛسہِ تگاں چانہِ روٗس لفظ تہِ امُیکھ
نٲرٕ پرنہِ ژٕ وٕلی وٕلی دِلچ کِتاب ولو



الگ صۄرتھ الگ پہچان تھاوے
ولو شۄشا بۄ آیُت جان تھاوے

بۄ کرہے مالۍ سأدِروار خابن
رٕچھتھ ٹارٕن اندر ارمان تھاوے

تھزر پرٛاوُن ژے چھُے پرٛتھ تھزر ہُیر ہُیر
بۄ چشمن منٛز بٕرتھ اسمان تھاوے

گٹن ہنٛدِ مملِکتہٕ نش دوٗر تھاوتھ
ژے گاشرِ گامہٕ چی پہچان تھاوے

سبق نوٚ چھُکھ کِتابِ زندگی ہُنٛد
بہٕ کانہہ خوش وُن نوٚوُے عنوان تھاوے



أسی کُنہِ نسلٕکی اسہِ کُنٕی دگ
أسی للناواں لٕکہٕ ہنٛز دگ

ژہتہِ أسی سقراط بٔغُن
ژٕتہِ والکھ نکھہٕ پزٕرچ لگ

وُٹھہٕ تٔلی اسنا بٔیبہِ منٛز بم
مؤلن دژوت تہٕ پٔترن سگ

تھوؤن درِدس رلہٕ مِلہٕ وکھ
کینٛژھا پرٛن پرٛن کینٛژھا زگ

نبرِم سأری گیہِ پسپا
انسانس پھور أندِ ریوٗم ٹھگ

وأنج مُژرتھ ہاوے کیاہ
مخملی تھانس گأمتۍ گگ

موٗت اوس پھِری پھِری دوہراوان
ونہٕ چھِن یارٕن روٗبہٕ سُنٛد سگ



در بدر پھیراں سڑک
کیاہ سنا ژھاراں سڑک

ماجہِ ہٕنٛدی آلو بٕنتھ
چھم پتے لاراں سڑک

رأتی راتس گُنٛز تہٕ زٕنٛی
آسہِ کیاہ سونچاں سڑک

کور گُن پھِری پھِری وُچھاں
کس سنا پژاراں سڑک

گامہٕ پٔڑھ وارِتھ شہر
آسہِ پشتاواں سڑک

گُن زۄنے وُچھنس اگر
کیازِ گےٚ حأراں سڑک

آسماں نۄی نۄی لبو
بیِیہِ چھِ لُکھ شیراں سڑک



ژاپان اوس سایہِ تۂ شہجار آفتاب
کوٚت تام ژالہِ نیٛول یہِ دِوٗدار آفتاب

غارن، گوپھن، کھہن تۂ چھن منٛز وٗستھ، دوہے
رنٛگ نٔوی چُھ بدِ کڈان یہِ فنکار آفتاب

تمہِ میانہِ گامہٕ اٚسی شِہلِ تاپہٕ دوہ بسان
یتھ چانہِ سریہِ کیازِ ژھٹان نار آفتاب

تس وُچھ أچھن اندر مےٚ سیٚکھے یأژ راتھ دوہ
وُٹھ أسۍ لیس گُلاب تہٕ روٗخسار آفتاب

اخبار پرٛتھ صبح چھُ أچھن ہُنٛد ژٕہان آب
پرٛتھ دوہ کھسان کیاز چھُ گُھرۍ دار آفتاب



# خاب

کاش!! پرٚتھ دورس منٛز
نیہِ ہے یتہِ کینٛن شاہی خانن
کانہٕہ تیمور پانس ءستی
پیر پانٛژ الہٕ تہٕ ہرموکھہٕ دۄر
کُنہِ وسیع ترٕ علاقس کُن
دیٚوِ آنتھہٕ رۄس بڑٕ شاہ گرٕ شھہٕ ہن پاءدِ



اکھ وعدٕ آدنُک چُھ دِلس منٛز میٛے ستھا ہیوٗ
یتھ واوِ ہالہِ از تہٕ دزاں زوٗرِ شمع ہیوٗ

پدِ پدِ امسِ وُزاں چھِ ترُٕنی ناگ وتن منٛز
وتہٕ گتھ یہٕ بختہٕ بوٚڈ چُھ چھرا وقتِ دعا ہیوٗ

یُدوے بساوِ ہن تہٕ محل خانہٕ بساوکھ
روٗزی نہٕ دل قرارٕ تہٕ وہناک وناہٕ ہیوٗ

کُن زُن لبتھ میے ہێوک نہٕ وجوٗدے تہٕ بالآخر
یمہِ یوٚژھ تہٕ استمال کوٚرس نوٗنہِ غنہ ہێوٗ

اکھ خاب یُس شببس مےٚ دِلَس تاوِ تلاں چھُم
سُے گرِشمہٕ کرٚ ایہِ منٛز مےٚ لوٗبُم تریشہِ دوٗسا ہێوٗ



انتظارُک اکھ شباہ وُۄنۍ أخری
ژھبتہٕ ہیوٚتُن سپدُن شمع وۄنۍ أخری

ونہٕ تہٕ تھرِ کانٛہہ گُلابا تھچھ کرِتھ
پوٚپٕرٕن بأقی شہاہٕ ۄنۍ أخری

پےٚ مےٚ چھم پھیرِتھ یہٕ واپس ییہٕ نہٕ زانٛہہ
توتہٕ دِمہٕ ہَس اکھ صدا وۄنۍ أخری

کیازِ سۆرس تل چھُ تھاوُن زبتہٕ بُرِتھ
ولہٕ کرو أسی کانہہ کتھا وۆنی أخری

گاشہٕ ئُری سأری گرٛھن کر سا صبر
رأژ ہُنٛد واتنو ژِیۆہا وۆنی أخری



وۄتھیو یارو تہٕ أسہِ شُہجار ژھانڈو
مُژھج کانٛہہ یأر کانٛہہ دِودار ژھانڈو

ژھوکاں یتھ جایہِ شہٕ پرٛتھ شہسوارس
تُتی زُٕونکی وٕلو آثار ژھانڈو

دِوٕری بالن چھےٚ دِنٛی شہکار صوٗرَتھ
نوٗوٗے آزر تہٕ نو فنکار ژھانڈو

یُتھے واپس یمو ون واس موکلتھ
گُمت گُس آسہِ پرٛو پار ژھانڈو

کرن چُری گیش تہٕ اَچھ کھولن بہارس
تِمے موصوٗم جاناوار ژھانڈو

یِکھےٚ چھِٹہٕ پوٚنپرٚن پتہٕ پتہٕ دوَو اَسی
تُیتھے کینژھا کرو لوکچار ژھانڈو

تخیُل کِس خزانس ٹھان مُژرتھ
عظم غزلاہ وٗں ساۓدروار ژھانڈو



